# سُیّا

علی محمد لون

پبلشرز

شاہین بُک سٹال اینڈ پبلشرز بڈشاہ چوک سرینگر کشمیر

گوڈہ نچہ لٹہ ......... تعداد اکھ ساس

ماہ مئی ........... ۱۹۸۲ء

مصنّف ............ علی محمد لون

مۆل ............. وُہ روپیہ ۲۰/-

مطبوعہ . . . کلسر پرنٹنگ پریس دہلی

چھاپن دۆل

شاہین بک سٹال اینڈ پبلشرز
بڈشاہ چوک۔ سرینگر کشمیر

فون نمبر 72206




# کٲشِیر

لال جواہر دوہ پداوَن دا جیٚنی
سأنی یہ بُتراتھ چھےٚ ترٛیٚن زگتَن مَنز
سیٚچھے ہیٚے تأرِیفَن لأیکھ
اَمہِ (بُترأژ) مَنز چھُ
وَن رازہٕ (کَشیٖر) سیٚندِس شأُلی علاقَس بھَگوٚد روٗپیہ
اَمہِ (شمأُلہِ) مَنز چھُ نھٕرزر
گورِی سیٚندِس ٲلِس (ہِمالایہٕ بتَس)
ہِمالا مَنز چھُ شہ دیٚشس (کٲشیٖر)
قابلِ تأرِیف
بَتھ اٲندی اٲندی ہِمالا دوہ دِنہٕ چھُ!

[ رازہٕ ترنگنی۔ ترنگ ۱۔ شلوکھ ۴۳ ]

# پوٚت منظر

شُیاّ چھُ حاضر
تۄہیہِ تانی واتہٕ نَس لوٚگ اَکھ واریاہ کال۔
شُیاّ اوس مےٚ گوڈنچہِ لَٹہِ سَتہٕ ژُہٕ ؤرِ ہُس منز لیٛوکھمُت۔
اَمہِ پتہٕ لیٛوکھم دُبارٕ۔
تہٕ ییٚہُس لیٛوکھم ترٛیِیمہِ پھیرِ۔
پانسَ ییٚلہِ برو بدی آیم۔ اَدَے زونُم تمہِ نِش واتہٕ ناوُن
مُشکِل۔

شُیاّ چھُ اَکھ تواریخی ڈراما۔
پزٕ پیٹھ تواریخی موضوعکۍ پاٹھۍ اوس یہِ موضوع تہٕ فنہٕ کِس
میزانس منز والُن مُشکِل تہٕ محنت طلب تہٕ۔
سارِوے کھوتہٕ بوڈ مُشکِل اوس یہِ زِ شُیاّ ہَس بابتھ چھُ
سیٹھاہ کم تواریخی مواد دَستیاب۔
کینٛہہ کتھہٕ چھےٚ تہٕ بس۔
شُیاّ اوس نہٕ انسان شہ اوس دیوتا۔

ستیا اوس اِنسان مٔرِس منٛز پانہٕ اَنٛ بیتی۔

ستیا اوس حکیم۔

ستیا اوس انجنیئر

ستیا اوس ودوان۔

یِم چھِ کینٛہہ بیانہٕ۔ یِمن بیانن ہُنٛد ثوبوت چھُ وُنہٕ تہٕ زِنٛدہ۔
ستیا چھُ وُنہٕ تہٕ اَسہِ منٛز موجود۔

وِہتہ فوٹو کرٕنہٕ چھِ کامہِ منٛز چھُ سہٕ اَسہِ وُنہٕ تہٕ وُتہٕ ہاوُکھ۔
اَسہِ چھِ یِہ مسلہٕ اٲنزراونس منٛز وُنہٕ تہٕ تِموے وَتو پکان
یِمہٕ ستیاہن اَز کاہ شتہٕ وَرِی برونٛہہ ژھنجہِ مَرٛ آسہٕ تِمو شِنٛدہٕ بِن
قدمن ہیٚنٛدی نِشان چھِ وُنہٕ تہٕ وٕیتھہِ بٹھین، سعٕ ہٹھین تہٕ کوٚنٛڈن
پیٹھ موجود۔ یِم نِشانہ چھِ وولرس نکھہٕ تہٕ نظرِ گژھان۔ یِمہٕ بیانہٕ تہٕ
ثوبوت چھِ بذاتِ خود اکھ بوٚڈ بارٕ انسانی ڈراما۔ اَمہِ ڈراماہک مرکزی
کردار چھُ ستیا۔

اَکھ بوٚڈ بارٕ اِنسانی مسلہٕ اوس اٲنزراوُن۔

یہ نیاسے اٲنزراونک فخر چھُ ستیاہس۔

اَز کاہ شتہٕ وَرِی برونٛہہ گٔنٛدنہٕ آمُت۔ یہ ڈراما چھُ سون

تواریخ۔ مگر تمہ ڈراما نِشہِ الگ۔ یُس بہٕ لیکھُن یژھان اوسُس۔ یہ
مواد اوس نہٕ آمہ ڈراماہ باپتھ کأفی۔

سُتیاّ اوس میانین نظرن منز کشیرِ ہُنْد اکھ مأری موٚند تہٕ
شانہٕ بوٚڈ انسان۔ فخرس لایکھ کوشُر۔

اُمِس مأری مُنٛدِس شانہٕ بڈٕس کأشرِس پیٹھ ڈراما لیکھُن
اوس مےٚ تمہِ وِزِ تہٕ تحریک دِوان۔ ییلہِ نہٕ مےٚ پانس تہٕ سٹیج ڈراما
لیکھنچ پوٚر واقفیت اُس۔ بہٕ کوٚرُس اُمو آمارَن تمہِ وِزِ تہٕ بیقرار
ییلہِ مےٚ ڈراما لیکھنچ کم کاسہٕ شوٚدبوٚد حاصل سپٕز۔

مگر اُمِس پیٹھ ڈراما لیکھُن اُس کہٕ ہیمیتھ کأم۔
مےٚ تہٕ کرٕ ہیمتھ۔

مےٚ پوٚو واریاہ کینٛہہ پٔرِتھ لیکھُن۔
رازٕ ترنگنی پیٹھ از تام یہ کینٛژھا مےٚ سیٚد بیٚتہوٚد ذٕسی باب
سَپُد۔ تتھ ساری پیٚسے دِژٕم ژھأنڈ۔ ژٕ کہٕ چھُس بہٕ ڈراما نِگار۔ مگر یہ
ڈراما لیکھنہٕ باپتھ پیوو مےٚ تواریخ دان تہٕ بُنُن تہٕ تلاش کرَن وول تہٕ۔
پینہٕ نہٕ تواریخچ اُہِم کم کاس خبر بژوٕنھ تہٕ۔ مگر تو تہٕ پیٚیم زبردس
میحنتھ کرٕنی۔ آمہ کینہ گوس واریاہ لگِ گبر ہیوٚتہٕ۔

مےٚ چھےٚ کتھن کنٛہہ پوٚژ تگان کڑٕنۍ۔ مگر شٕیاہن کرٕ نوٚوس تہٕ تیٚہ۔ کلہنس پیٹھ تہٕ کوٚرم شک۔ تِمو سٕندِ کوٚ واریاہ بیانہٕ باسے یم یا تہٕ غلط نتہٕ زانِتھ ماننِتھ غلط طریقس منز پیش کرنہٕ آمتۍ۔

"شٕیا اوس نہٕ انسان سُہ اوس پانہٕ اَنٛ پیتۍ"

یہ کتھ وُزٕھم نہٕ اَدٕ کنہو ہیٹہٕ یکبارٕ یہ چھُس پانہٕ مادٕ پرس۔ کلہنن موٚن نہٕ شٕیا اَکھ انسان۔ اَکھ آدم زاد۔

میانۍ کنہو چھ اَتھ کینٛہہ خاص وجہ:

شٕیاہن یوسہ کام بامَل آنۍ۔ سہ اُس نہٕ تسَن بروٚنٛہہ کانٛسہ تہٕ اَند واتناوٕمٕژ۔ شہلاب، ڈرآگ، بیمارۍ نہٕ موت انسان سٕنٛد مُقدر زانِتھ محکمن ہیندۍ پاٹھو مرن والیو انسانوٚ بیٛلہ اَکھ انسان یہ مُقدر بدلاوان وُچھ۔ تِمن آیہٕ نہٕ پژھ۔ تِم گیہٕ حارٲن۔

انسان اُسِتھ دوٚپ تِمو شٕیا اوس پانہٕ بگوانہٕ سٕنٛد اوتار شٕیا اوس چنٛڈال کوٚٹ۔

اَکھ چنٛڈال کوٚٹ اُسِتھ کوٚر تِمو سہ کارنامہٕ۔ یُس نہٕ بڈیو بڈیو برٛہمن دیدوانوٚ تہٕ عالمو کرِتھ اوس ہیٚوکمُت۔

نوٚوے چھےٚ یہ کتھ تہٕ آمژ کرنہٕ زِ شٕیا اوس نہٕ چنٛڈالہ

ہٕنٛد نیٖچُو۔ سُہ اوس تٔمِس وَتہٕ پیٹھ تُلمُت۔

تَس اوس نہٕ تٔمِس بینیہ نہٕ بٔمبہ دوہ دُیٛتمُت۔

مےٚ چھُ باسان یِم چھِ زِ یُدٛٹھ وَجہ یٔمہِ کِنہِ کلہنَن سٲتیا ہَس دیوتاہَن ہٕنٛد درجہ دِتھ تٔمۍ ییٚنٛدرَس آدٔمۍ بجٔرَس تہٕ انسٲنی تَغٔمزٕ رَس کم کَرنٕچ کوشش چھُ کٔران۔

بیٚتہٕ چھُ ممکن زِ کلہنَس بڑٕونٛہِ ٹھٕ ما آسہٕ ہٲن یِمہ کِنہِ مشہوٗر سپیز میٚشن۔ اَکھ نٲنٛدٕ کِردار اَسِتھ تہٕ چھُ سٲتیا اَکھ میتھ ([illegible]) بَناوِتھ پیش آمُت کَرنہٕ۔

کلہن تہٕ چھُ یہاےٚ میتھ بڑٕونٛہِ ٹھٕ یکنا دان۔

اُکِس انسانَس پیٚٹھہٕ پیتھٕ کِنہِ دیوتاہَن ہٕنٛد درجہ دِنہٕ بیہٕ تٔمۍ ییٚنٛز ذٲتی زندگی وِیژھ ناوِتھ کتاہ نیرِہٕ توارٟیخ دانَن۔

یہٕ اوسنَن سٲتیا بہ حشتہٕ یتہٕ اَکھ آدم زاد بَرِ زِ ناوُن یَژھان۔

یہٕ اوسُس اَمۍ یےٚ آدمَس پیٹھ ڈرامالیکھُن یژھان دیوتاہَس پیٹھ نہٕ۔

یہ چھُ تیزٕر زِ کلہنَنہٕ سٕنٛد پیٹھ از تام چھِ توارٟیخ نویسَو

عالمو ہنزِ تحقیق کرن والیو شاہس بڈ کھوتہٕ بڈ القاب دِتی مِتہ مگر یِمَن القابَن منز چھِ سیٹھا کم اِنسانی صِفت نظرِ گژھان۔

اِنسان شاہ چھُ یِمَن القابَن ہندِ بین کہوِس منز گٲب گژھان۔ بہٕ اوسُس یہِ ہیٚ ہیتھ نٔمتہ شاہ سُند شکل بدھ کڈنی یژھان مگر میٲنی کم علمی اوس مےٚ ٹھٔکھ یوان۔

سارِوے کھوتہٕ بوڈ مُشکل اوس یہِ زِ مےٚ چھُنہٕ سنسکرت زبٲنی منٛزٕ کانٛہہ واقفیت۔ تہٕ سنسکرت چھےٚ سۄ زبان یوسہٕ کٲشیر ہٕند گیاہ سارہ ہندِ سٕنانگ پرٛون توارِیخ تہذیب تہٕ تمدن زانہٕ تہٕ ریٚکھہٕ خاطرٕ بڈٕ ضروری چھےٚ۔

اِم اسے، شاہن سٕند ترجمہ تہٕ تفسیر آو مےٚ اَتہٕ تس اکھ رپورٹ کرنہٕ۔ کلہٕن سٕنزِ راجہ ترنگنی پیٹھہٕ یوسہٕ شاندار کام اُمہ تقدِ پاٹھکو عالِمَن تہٕ تواریخ دانَن کٔرمژٕ چھےٚ، تمہٕ چھےٚ بوز سے میلان۔ اصلی متنکہ ترجمہ کھوتہٕ چھُ شاہن سٕند تفسیر تہٕ حاشیہ آرائی زیادہ اہم۔

لفظس لفظس تہٕ کتھہٕ کتھہٕ پیٹھ چھِ شاہن بڈٕ سائنسی طریقس پیٹھ تبصرٕ کرتھ یہٕ تہٕ تواریخی شواہد کٕ یور پور توبدٕ

دِوان۔

أمو ہیٚنٛدی کینٛژ گیٚیہ منٛزٕ وار یاہ مُشکل حل۔

شُسیا ڈراماہکی بُنیادی مواد چُھ کلہنٕن ہیٚنٛزِ راز ترنگنی منٛزٕ ییٚنہٕ آمُت۔ مگر اَمہ ڈراماہک نظر کوٚنٛڈ چھُ سٹائن مُشلہ تفسیر تہٕ تبصرٕ۔

حالانکہ یُہنٛز چھُ یہ زِ اَمہ پٔتہٕ تہٕ اوس نہٕ انسان شُسیا دارِ یا اَتھٕ بڑوٚنٛڈ کُن یوان۔

کینٛہہ توأریخی کِردار ییٚتہٕ کرِ منٛزٕ پانٕے وار یاہ کِردار تخلیق۔ نہٕ اوس صنوٚرفرِی: تِکیازِ یِمن کِردارن ہیٚنٛدِ مدتہٕ سیٚتی ہیٚچھ منٛزٕ ییٚنہٕ ییٚنہٕ شُسیا پٔتھ انسانی صوٗرت ہُنٛد نشہٕ گوٚڈِتھ۔

رازٕہ اونتی ورمن۔

شُسیا چنٛڈال نہٕ

پانہٕ شُسیا۔

یِم چھِ ترٛیشے تواریخی کِردار۔

یِمو علاوٕ چھِ ییٚتہٕ ڈراماہس منٛز دریٚن وار زنانہٕ کیہو مرد شعر کہیو بڈی یوان۔ یِمن کِردارن سیٚتی منٛزٕ یہ نخشش کوٚر تہٕ

ہیُو کمُ کرٛان ۔ اَکِس فن کارَس چھ کانٛہہ فن پارٕ تخلیق کرٕنہٕ باپتھ
اَمہِ قسمِچ رعایتھ دِنی وارٕ جب ۔

مےٚ چھُنہٕ پنٛنِس کینہہ شہ ماحول تہٕ فضا ڈولمتھ یُس زَن
کلہَن سُنٛد بیان پٔرِتھ ذہنَس منٛز وۄتلان چھُ ۔ اَکھ خاص قسمُک
سوٚت سوٚت دیومالٲیی ماحول چھُ یِتھ ڈراماہَس منٛز لبنہٕ یوان
ہِنٛدُو تہٕ ہِیُک گوٚن گوٚن اَثر ۔

کردارَن ہٕنٛزِ زبان تہٕ چھ ہم چیز نظرِ تَل تھاوِتھ اَژی کہ
کٲشرِ نِشہٕ رٔژھ کھنٛڈ بدوٚن ہش کھوٚنہٕ آمٕژ ۔

مےٚ کرٕ پنٛنہِ کینہہ وِزِ وِزِ کوشش زِ یہ ماحول گوٚژھ تہٕ
حقیقت پسندی میسر ہیُو باسُن ۔ مگر بہٕ گوس نہٕ اَتھ منٛز کامیاب
تِکیازِ کلہن چھُ اَکھ باکمال شاعِر ۔
تَمہِ سِنٛزِ بیانکہ عادی گوٚو مےٚ پیٹھ تہٕ زبردست اَثر ۔
تہٕ بہٕ ہیوٚکُس نہٕ اَمہِ جادٕ کہ اَثرٕ نِشہِ پور پٲٹھۍ نیرِتھ
مگر تۄتہٕ چھ داریاہ چیز یِم مےٚ اَکِس حقیقت پسند فنکارٕ سٕنٛزِ
نظرِ وچھ کٔرۍ ۔

مِثالہِ باپتھ کوٚرنہٕ میانی فنکارٕ دِلن یہ گوارا زِ شیاہَن

کٔتھاہ چھُنہٕ ماجہ ہُنٛد دوٚد۔ اَدٕ سۄہ موج کوٚنہٕ اُس چھنڈاپے مٮ۪ے
چاوٕ نووٕ شُہ تَس ڈٔکہٕ بَچہ ہُنٛد دوٚد۔

سُتیاہس کٔتھاہ اوس اصلی ناو۔ اَمیٚک پَے پَتاہ چھُنہٕ
میلان۔ شہ گوٚو ماجہ ہُنٛدِ ناوٕ سے مشہوٗر۔ اَمہ کِنہٕ گژھ مٮ۪ے کینٛہہ
نتیجہ اَخذ:

سُتیا ہُنٛز موج چھِ سُتیا سُنٛد کردار بناوان۔ تَس ہیمہ
کنِتھہٕ ہُنٛد احساس دِوان زِ سُہ چھُ اَکھ اِنسان۔ سۄ چھےٚ تَس پانڑٕ
شالایہ سوزان۔ ویدوان بناوان۔ سۄہ چھےٚ تَس وِزِ وِزِ ژٕ ہتَس
پادان زِ سُہ چھُنہٕ اَکھ سادارن انسان۔ سُہ چھُ اَکھ شہ مہ نوش
بس لُکن ہُنٛد رُت کانٛچھن چھُ۔ سارِ نے رُت کرُن چھُ تَس چھُ پانہٕ
تکلیف تُلِتھ لُکن آرام واتہٕ ناوُن۔

یہ چھےٚ سۄہ تالیم تہٕ تربیت یوٚسہٕ سُتیا اُمی سے چھنڈالہٕ ہُنٛز ژھیٚنیہ
پہرٕ منٛز پراوان چھُ تہٕ یہاے ژھیٚنیہ پہرٕ چھےٚ بتوٗلاکن اونی وٕرمنٛس
ہوس تھدِس رازٕ پیٹھ تھٔر بِشِد باپتھ اَکھ بوڈ بار ترٔشہتھ بَنان۔

مٮ۪ے چھےٚ یِتھہ ڈراماہس منٛز اُمی سے ڈٔکہٕ بچہ ماجہ ہُنٛد کردار
زیادٕ بوڈ راوٕ نیچ کوشش کرٕ مِژ تہٕ باقی ساری کردار چھِ اُمی سے

اَنٛدٕ اَنٛدٕ نٔژان۔

تواریخہٕ تلہٕ تہٕ چھُ نَنان زِ شُتّیا پٔر نووماجہ۔ تہٕ تِمہٕ سُنٛد دوٚد چَکھہِ والنہٕ باپتھ ہتھو نِمہٕ پانس تہٕ شُتّیا ناو۔ تہٕ ماجہٕ ہیٚنٛد ناوٕ گَرُن اَکھہ بستی تہٕ آباد۔

اَمہٕ تلہٕ تہٕ چھُ نَنان زِ شُتّیاہَس سیٚجھٕ چھُ ماجہٕ ہُنٛد زبردس اَثر اوسمُت۔ تِمہٕ سُنٛد اِحسان چھِکھنہٕ تِمہٕ زانٛہہ تہٕ مُشرِوومُتہٕ۔ تِمہٕ سُنٛد دوٚد چَکھہِ والان والان چھُ تِمہٕ ماجہٕ کٔشیرِ ہُنٛد دوٚد رتہ چَکھہِ وولمُتہٕ۔

مےٚ چھُ شُتّیا اَکھہ اِنسانی ڈراما بنومُتہٕ۔

اَتھہ مَنٛز چھِ اَکہِ طرفہٕ پول۔

بیٚیہِ طرفہٕ فرض۔

اَکہِ طرفہٕ آرام۔

بیٚیہِ طرفہٕ تکلیف۔

اَکہِ پاسہٕ اَکھہ خاموش تہٕ پُر سوٚکون گرٛہستی۔

دوٚیمہِ پاسہٕ گُذر تہٕ کرِ ہیچھ میچھتہٕ۔

اَکہِ اَنٛدہ دِل۔

دۆہو مہ انٛدٕہ دِماغ۔

اَکھ کشمکش یوسہٕ زَن کانٛسہِ تہٕ دِلہٕ وٲلِس اِنسانَس
انٛدر ووتھٕ تلہٕ

میون ڈراما چھُ یہاۓ کشمکش ہاوُنٕچ اَکھ کوٗشش
ٲکِس بَڈِس اِنسٲنی مسلس سیٹھو وٲریٹھ تہٕ یہ کشمکش چھےٚ پانٕہٕ تہٕ
اَکھ ڈراما۔

اَکھ ڈراما ہیٚس منٛز اوس انسان آورٕ۔
دیوتاہَن اوس نہٕ اَتھ سیٹھ کانٛہہ دادٕ ہالہٕ۔
یہ اِنسٲنی مسلہٕ اُتھ روو اِنسانَن۔
بہٕ چھُس آدمی بجروک تہٕ اِنسٲنی تھزرُک مُبلغ۔

میون یہ ڈراما چھُ اُمی آدمی بجروک تہٕ انسٲنی تھزرُک
اعتراف۔ بہٕ چھُس بیٛتھ کیٛتھہٕ پیٛچھٕ مطمیٔن زٕ مےٚ ہیوٚک سٲنِس
پیٛچھٕ ڈراما لیٛکھِتھ۔

تہٕ یہ ڈراما چھُ میانہٕ طرفہٕ، ٲکِس فنکارٕ سٕنٛدِ طرفہٕ سٲنِس تواریخس
تہٕ شاندار پسَ کالس خوٗلوٗصہ تہٕ لولہٕ بوٗرُت اَکھ نذرانہٕ۔

علی محمد لون ۱۵ جون ۱۹۷۱ء

## اہم کِس دار

| | |
|---|---|
| سوٗتر دھار | |
| چنڈال | |
| گور | بیاکھ موٗزوٗر |
| ششیا | ترٛیٛیم موٗزوٗر |
| چندر کانتا | اکھ گاٗمی |
| راز اونتی ورمن | اکھ مرد |
| وزیر | بیاکھ مرد |
| سجے دیو | ترٛیم مرد |
| **سلہ دگار کِس دار** | پار یہ وول |
| چنڈال زنانہ | **خاموش کِس دار** |
| بیاکھ زنانہ | کینہہ درباری |
| اکھ گور | کینہہ مرد |
| بیاکھ گور | کینہہ شُری |
| اکھ موٗزوٗر | |

[ اَکھ بَجٕ وَتھ یمہٕ سٹیجس اَرٕ وَرٕ گژھان
چھےٚ اَتھ وَتہٕ چھےٚ اکِہ طرفہٕ وِرِیمَن ہِنٛدۍ گوڈٕ
بٲگؠ بوزنہٕ یِوان چھہ۔ وِرِن ہِنٛزِ کیشہٕ لِنٛجہٕ چھےٚ نَےٚ مَرٕ
تہٕ بوزنہٕ یِوان۔ کھوورِ طرفہٕ چھُہ اکِہ پہرٕ ہِنٛد اَکھ جیہ
دربٹھ یِوان۔ اورٕ یور چھہ ساگرٕ پیٹھ کاسہٕ کٔنٛزٕ تہٕ بِنہٕ
ڈٕھیر وہرٲوِتھ۔ یوٚت منظر چھُ کلیو سیتھ آورِتھ
اَمہٕ کِنہٕ چھُ اَکھ نیم دہٲتی ماحولک تنوطر بیٹھس سیپدان
سٹیجس منٛزس چھہ سوٗترٕدھار اَکس کَنہٕ پیٹھ بیٹھِتھ
تمہٕ چھہ پننہٕ کوٚٹھ زیٚن منٛزٕ ڈٔلۍ ہیتھ۔ تہٕ یوٚت یوٚت
پرٕدٕ ڈیٚچھنہٕ کھوورِ کِنہٕ ووہ لگان چھُہ نیٚبیٚت نیوٚت
چھُ سوترٕدھار نرٕ یلہٕ ترٲوان تہٕ تماشہٕ گیرن کُن مدٕ
گنٛڈِتھ ؤچھان۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ یہٕ شہادِ پیچ اونٛگج
نمتن کُن تُلان تہٕ اَسمان اَسمان چھُس نیلہٕ گژھان ]

سوٗترٕدھار: ہا ہا ہا! ہہ ہہ ہہ! ہی ہی ہی!

[ آسان آسائی چھُ ٹھوٗد ووہ ٹھان تہٕ ووہٕ ٹھ
دِتھ چھےٚ سٹیجہ کیٚس بٔرٕ تھھوٗ مِس جھنس کُن
پِلوان۔ کاگنی باندٕن ہیندیہ پآٹھو چھُ بنیہٕ اکہ لٔنہٕ
شہادیچ اوٗنگج تماشہ گیٖرن کُن ٹلان ]

سوتردھار ؛ گوَنا آخر آو توٚہیہ؟ چارٕ تہٕ کیاہ اوسو یورِتھ ورائے تہٕندِس پتھ نگرس پتھ شہرس منز چھُ تہٕ کیاہ۔ یُتھ زن تُہیہ گتھو، دروٗکو، آیو، تہٕ دِل بہلاوی کرِو۔ یُیتہٕ زن تُہیہ مُشتھ راوِو زِ بیگانن چھ مع نوشتھ اکھ یڈ دزمژ۔ لیو سہ تہٕ پانہٕ تہٕ پونہٕ سیتی یاز بُلرہ کھسہٕ چینہ سیتو برٕ چھ پلوان۔ یڈ گرٕھ بتہٕ پتھوٗن۔ بتہٕ چھُ کھنو تہٕ کھلو منز نیران۔ مگر یم کھل تہٕ کھہ چھ گرا آبہٕ بٔرٕ گرٕھان تہٕ گرا مع کھسیہ بیزی۔ تہٕ تُھشتر یڈ چھےٚ دہ ہے خالی روزان۔ دہ ہے دورٕ دِنی تہٕ وَدِ دِنی۔

[ اوٗنتھ وأنتھ چھُ سوتردھار قرار کران۔ زَن
تہٕ اوٗنگج وٹسو چھس گرٕھان۔ یہ چھ تماشہ گیٖرن

---

سلہ ہواہ

کٕن نظر کران۔ تہٕ یتھ بیٚیہٕ اَکہٕ لٹہٕ تیمَن کُن وُچھتھ
کرِتھ بڑٕ شنجید بنان۔]

سوٗتر دھار: مگر تُہیٚ مہ کھوٗژِو۔ یُہ چھُس بہٕ باشن[1] دِنہٕ یا تقریر کرنہٕ
آمُت: تِکیازِ مےٚ چھےٚ خبر زِ اَز بِچ بہٕ بیترِ چھےٚ صرف تقریرٕ
کران۔ تقریر بوزان۔ تقریر کھیوان تہٕ تقریر چوان۔ باشن
چھُہ اُمو شُد وُرن وَتھرُن، دِہ بتھُن بِہُن، وُدُن دورُن،
اُسُن وَدُن بِنوٗمُت۔ بس بس تقریر۔ چھُرا باشن تہٕ بیٚیہٕ
نہٕ کینہہ۔ مےٚ چھےٚ خبر زِ تقریر بوزی بوزی تہٕ باشن ژالی
ژالی چھِو تُہیٚ پریشان آمتۍ۔ تُہُنٛدۍ کن چھِہ چھیٚو کرِ لَد
گٔمتۍ۔ تُہُنٛدۍ کاڈ چھِہ خوشکہ گٔمتۍ۔ تُہُنٛدۍ
دِل چھِہ بیٚ حس تہٕ تُہِنٛز آتما[2] شرِد گٔمژ۔ اَدےٚ چھِو
تُہۍ تقریر بازو نِشہٕ ژٕلِتھ، باشن دِنہٕ والین ژھل کرِتھ
سون یہِ ناٹک وُچھنہٕ آمتۍ۔ تفریح کرنہٕ آمتۍ۔

[ اَوتِتھ دٲرِتھ چھُہ سوٗتر دھار پانہٕ تہٕ تقریر بازَن
ہِنٛدۍ بٲتھ زٕن واش کڈِتھ کڈِتھ کھوٗرِ تُلِ تُلِ بولُن ہیوان]

---

[1] تقریر [2] روح۔

سۆنٛز دٔھار: آ۔ بہٕ اوس عرض کران زِ بزرگو تہٕ ساتھیو، بیٛنیو تہٕ
بایو! اسہِ چھہ تۄہہِ سواگت کران۔ خوش آمدید کران تہٕ دوٚیِمِس
ٹھاوان زِ تُہہِ دِیو اسہِ ساتھ تہٕ یُس زَن یہِ مسلاہ کھڑا چھُ
گوٚمُت۔ یُس یہِ نیٚبایا وۆلُس مُشکل چھُ۔ تمہِ منٛز دِیو اسہِ ہمّتھ
سانہِ آوازِ منٛز مِلِتھ ناوِ ہنٛز آواز۔ یِمہٕ زَن اَکھہ گژھِ زرعہِ تھ
تہٕ دُنیاہ زانِہ زِ بقولِ شاعرے عقابی روح بیدار ہوتا ہے
جوانوں میں۔ نظر آتی ہے اپنا منزل آسمانوں میں۔ ہاں ہاں اسہِ
چھےٚ دُنیہِ ہہٕ چھُک پیٛدا کران۔ تِکیاز ساٚنیو بایو تہٕ بزرگو!

[ اسِس چھُ اکھ دولہِ دوان تہٕ منٛدچھِ منٛدچھِ
دِوان ]

ماٚنی گژھِم دِنی۔ بہٕ تیہِ تقریر کرٕنہٕ لجوس۔ مگر کرٕہ کیاہ۔ تُہندِ
یِمہٕ شہرُک منٛز چھُ وُنہہ یہِ کین بہُتس رتن تقریرن گژھِ
موسم روزان۔ تہٕ اکھ سیٚٹھا ساد کتھ تانی چھےٚ باشن باسانہٕ
اچھا تہٕ اگر دیہِ کتھ۔ اسہِ کرو پننہٕ سٹیج کتھ [ بازی گاڑ
منٛدچھِ پاٹھِ] بہٕ کرٕہ اکھ سوال۔ صرف اکھ سوال۔ یُس تمہِ
جواب دِیہ۔ تس یِتھے ٹِکٹ تہٕ ساماں تہٕ ٹکٹیک تہٕ ساماں اوّلیتن

یا بَنِتھ بَب کُس اوس ؟

داریاہ آواز : (سٹیجہ نیبر) اَتھ بیتی سُتیا !

شوٗتر دھار : (سٹیجہ چِنٛ دوہ شوٗنی وِنگن کُن نظر دِتھ) شاباش !

ستیا اوس یُہنزہ پاٹھو بَنِتھ بَب۔ کاہ شَنٛتھ وُری بَرۂ تھُمٹِتھ ستیا۔ یتھیہ نگرک سُہ گاریہ موٗنٛد حکیم۔ یتھی زَن وبَنتھ چاٛنٛھ گَنٛڈ دیِتن تہٕ تِمہ شُدیس یتھ نگرس منٛز کوٗرِن سوہ گھاٹ شانٛتی تہٕ نِتھہ شھالی ہَنٛد اکھ۔ سوہ تہٕ ٹھ رِہ دور شوٗرُک۔

[ اَنٛتھ سِتو چھیہ نگارس زور ژَنٛڈ پیوان۔ تہٕ شوٗتر دھار چھُ پانس کھوورِکہ کُن نظر دِوان۔ اور چھُ یارِہ دوٗل اژان۔ نگارس ژنٛجہ پوٗنٛشہ بیتہٕ پِتہٕ چھہ دَچھنو کھوورِہ وِنگو کُن کینٛہہ زنانہٕ کِہو مَرِد اژان۔ شوٗتر دھار چھُ حاران گَژھِتھ یارِہ داٛلِس وُچھان بگر تہٕ یارِہ دوٗل چھُ تَس زَنٛہ بے خبر پاٹھی ادریوزنٛشا تہٕ نگارِہ وایان۔ شوٗتر دھار چھہ گرا اَمِس بَرۂ نٛھی کُن یوان تہٕ گرا بِیِنو کُن۔ مگر یارِہ دوٗل چھُنہٕ اَمیٛہ ہَنٛد

---

^۱ امن۔

کانٹھ خیال کران۔ تہٕ بڈٕ ہٹہٕ چھ پارٕس دِوان ]

پاریہ دول : لۆزٕ ہی وٕہی ہٕینیو !

لۆزٕ ہو وہو بایو !

ہوشو تہٕ گوشو

کہتہ میائی لۆزٕ

[ ہٕیپہٕ نکارس زٕنڈ کڈان تہٕ ہٕیپہٕ نرشُن ہیوان۔ مگر

سۆنتر دھار چھس ہٹھِ ریوان تہٕ نالس کھچھ دِوان ]

سۆنتردھار : وَن سا بابا !

کیٛاہ چھے وَنہٕ نے

ڈۆلاو آیہ

شوراہ لاگیہ

کرِتیکہٕ ناد پاؤہ

نَتہٕ کیٛاہ نیرِی ؟

نتہٕ وَن دٕلی دٕلی

کیٛاہ چھے وَنہٕ نُے ؟

پاریہ دول : [ یِنہٕ نہٕ ہستی منز سۆنتر دھارس منساوِتھ ]

نگرواُسیُن[1] چھُہ اطلاع دِوان دِیہٕ زِ تِم نیٚرِن یوٚدوے مراز
بڑو نیٚمھٕ گرٕ بار شراو بتہٕ تہٕ کوٚہن تہٕ وڈرن کُن گژھن۔
گرٕ ویٚھٹھ، گرٕے گیٚپھ، تیٚہر کھٕ کرتہٕ کھیٚنہٕ چیٚنک ساماںٕ تہٕ
سامگری ہتن سیٚتھ۔ گورو تہٕ منیٚمو چھُہ وٕ نیٚمشتر نیٚہس
یہٕ ہیٚنو مہ وریہ یہٕ کھوہ تہٕ زیادہٕ بارہٕ ہیٚب۔ لہٰذا چھُہ نگرواُسیُن
ہیٚمہ شہرکین بستین ڈرن ویٚتہٕ دِوان زِ تِم نیٚرِن اَمہ
بڑو نیٚمھٕ زوٕ بچاوَنہٕ!

[ نگارہٕ دایان وایان چھِ اکہٕ اندٕ نیٚران۔ گمہ
تہٕ چھِ موئیٚمس گژھتہ ہیٚر بیٚچ تکتھر گرِان۔ سوتزدھاَ
چھُہ ببیٚیہ اکہٕ لٹہٕ کنہٕ بیٚھٹھ بہان۔ تہٕ دوہ نی چھُہ کوٹھو
بدلہٕ ہنٛز کلہٕ اُکھن دوہن منٛز رٹان ]

اکھ مرد: ہے بگوانہٕ! اَسہ کم پاپ چھِ کرٕے مِتھ؟ ہرگاہ نیٚہس تہٕ ہیٚب
آو۔ اُسہ گژھو نتہ باہ۔ وِنہٕ چھِ سانٛی ڈال پھلی کھٔنیٚے منٛز۔ سانٛی
گرہ چھِ خالی۔ ہرگاہ ہیٚب آو۔ اُسہ مرد لبہ چھِ لبہ چھِ گرانٛ
ہی دِیہٕ!

---

[1] شہر باش۔

اَکھ زنانہٕ : اَے خرا اَکھ چھُنا کانٛہہ تہٕ چارا ؟ اَمہِ چھا دوہہ پیٚیہ پیٚتھ
کُنۍ وُچھا رٕے روزُن ؟

بیاکھ مرٕد : یہٕ چھےٚ دٕیہ شُنز پرٛٹھا[1] ۔ اَتھ کیاہ کرِو زٕ ؟

اَکھ زنانہٕ : نہ یہ گرٛٹہ تہٕ دٕیہ شُنز پرٛٹھا آسیٚنۍ ۔ دٕےے چھا بوٚنتھ تتھی بوزِ[2] ؟

اَکھ مرٕد : وُچھِو کیٚٹ وَنہِ چھاٚرہِ بلایہٕ ۔ یکھو پانَس ۔ ژٕٹے کیاہ اَتھ سمٕن ؟

اَکھ زنانہٕ : بٕہ نہ تہٕ اَدٕ کٕسٕس سٕنہ ؟ شۆرۍ مرۍ مرتم فاقہٕ پھیٚرہِ ۔
تہٕ بہٕ ذرا تی ؟

اَکھ مرٕد : کرٕ بگوانہٕ بگوانہٕ ۔ دیوتے بچاوِ سارِنۍ ۔

سوٚتردھار : (کنہِ بیٚیٹھ ٹھوٚد وۄٚتھتھ) اَمہِ مُصیبتہٕ نِشہِ بچنہٕ چھےٚ
اَکٕے وَتھ !

بیاکھ مرٕد : سُہ کوسہٕ وَتھ چھےٚ ؟

سوٚتردھار : بیٚیتھ دیشس منز گژھہ دِوٕہ کشپ رِیشُن ناو تراوُن ۔

اَکھ مرٕد : تیٚیتھ یوگ میٚلہ آسہِ ۔ اُسہ مرٕ ہاوُ تہٕ بوچھہِ بوچھ کرانۍ ۔

سوٚتردھار : یوگ چھُ ۔ کشپ رِیشس چھُ بیاکھ ناو ہیٚتھن ۔ تمی کرِ دو
تمہِ ناو ۔ سُہ ییٚو یتھ کُن ۔ آ آسہ پیو تتھ ۔ بٕزہ بٕزو ! تمی شُنز

---

[1] مرضی [2] کھاشرٕ ۔

آدانہ بوزِو !

[ زنانہ کیٛو مَردِ چھہ سۆتر دھارس کُن تنہٕ کُنۍ وچھان زَن نۆنِٕہ سُہ اَکھ مۆتت چھُہ۔ تہٕ پانس نیران۔ سۆترِ دھار چھُہ تِمَن کُن وُچھان۔ وُٹھن ہیٚپھ چھُس زہر خنددو فہلان تہٕ اَمہ پتہٕ چھہ کُن داٗرِتھ کیاہ تانی بوزنُک کوشش کران۔ تہٕ اَکِس ڈِنگہٕ کُن گژھان ]

سۆتر دھار: یہ چھےٚ تموٚ شُہرِ سے آداز ! یہ ژھارن ! یہ کرہ تموٚ سُنہ درشن !

[ نیران چھُہ۔ شِسّیا پنڈت اُل چھہ خام نیرہ ہند طرفہٕ ظاہر سپدان۔ اَژھل تہٕ ٹوکر ہیتھ۔ سہ چھےٚ ٹوکراوکھ طرف تراٗوِتھ تہٕ ڈوٚن ہیوان۔ اَکھ لعوکٹ کوٗر تہٕ اَکھ کیٛٹر چھُہ اَکھ اُکِس پتہٕ دوران دوران سیٹھیس پتھ پیوان۔ زِ تنۍ ہُنے چھکرِ دِتھ چھہ تِم اَسان اَسان چکہ دِوان دِوان نیران۔ شِسّیا یہ چھُہ اَتھہ منز اَژھل وُسہ پیوان۔ تہٕ سہ چھےٚ وہہ دیہ ہوز تھہ وَ چھِس کُن اَتھہ نِوان۔ ]

چنڈال : اُما ہٮ۪ کیاہ چھُہ اَزکس تانی زَن وَچھِس ماہ کران؟ ہے کیا نہ لُچھ اَد ہیتھ ہُوکھ ہیتس وَ چھِس پسر ہیش۔ اَما یموٚ

بالکوما[1] پوہ مٹے ژبتس ژِ ہٕ چھس بچہ رژس۔ میاگنی کمہ چھہ
چھنے دَزہ وِنی دوٗنی ہیش۔ مٹے کاتیٛبہ ہُنٛد بچہ وِ چھمتہ اوٚش اوس
پھٹان۔ اَز کیا ژِ یاسان مٹے ژَن تہٕ میاگنس دٔد وَنَس تیٚ آب
پھیوٚر ہٕ دَیہ! چاگنی مایا چھنے اٚنتہٕ رژس! خبر کیا چھنے کرون

[ لَرٛھل تلِتھ چھہ بیٚنیہ ڈوٗن میوان۔ دوٗرِ چھنے
اٚکس زاشرِ ہیشِر کڑیکھ گژھان۔ چنداٚل چھنے
روٗزِتھ ہیش گژھان۔ تہٕ اَتھ چھس بیٚنیہ اَکہ لٹہِ وچھس
کُن گژھان۔ شرِ ہو کرٛیکھ چھنے برابر یِوان تہٕ چنداٚل
چھنے لَرٛھل دوٗر داٚرِتھ دِوان۔ تہٕ کُنی دَوِہ تِمی اَنٛدٕ
نیران۔ پیاری آواز چھنے یِوان۔ تِمے ژِ بچہ چھہ بیٚنیہ
اَکہ لٹہِ سیٚٹھس پیٚھٹ یِتھ اَکھ اٚکس پیٚتہٕ لاران تہٕ
رِچکہ دِوان۔ اَکھ ژِ چکہ دِنہٕ پتہٕ چھہ تِم نیران۔ چنداٚل
چھنے دوون اَتھن منٛز اَکھ ٹُکرہ ہیتھ یِوان۔ ٹوٗکر
بتھر تھتَران نیٖر اَتھ دیج اوکطرف تلان۔ بیکبار
چھہ تِمی سبٔدی دوٗشوٗے اَتھ وَ چھس کُن گژھان

---

[1] سرشدہ لیہ

مجنس میچھ چھُس مومنایہ ہُشدگتہ گبوٗر وقتلان
مگر امہ پتے چھُس کُس تام شک سرفہ پشدک پاٹھو
تحلہ کڈان نا]

چند ٲل: متے کیاہ تونہ؟ خبر کمہ پاپی ماجہ زٲو پتہ ژوٗتس
پیچھ؟ تہ بیے مند چھ پانہ زرج۔ متے کیاہ بلو؟ [ یتہ چھنے ٹوکر
کُن نظر دِوان تہ بچہ سندن اتھن کھوٗرن پھش دِوان]
مگر یتہ لوٗبہ وٗن تہ شوبہ وٗن بانک ژاونس کیتھہ آو
تس دوہ ؟ واہے! یم پیوش وٲتر ہیو اتھ کھوٗر، یم
گوٗلاب وٗنٹھ، یمہ کن ٲلی اچھ، ژراکھ ہش بین تہ یتہ کوٗنگلی
مس! کاژاہ ہتی یار آسہ سعہ یس یہ وہ نیہ آو ژاونس
[ تھوٗدوہ تھان] تونہ متے کیاہ؟ آسہ کانسہ ہُند۔ وٗنی ییس
ژھاران تہ نگران —— مگر۔ مگر۔ سعہ ما آس کانہہ پاپی زنانہ؟
کھوٗر ما اوسُس ڈولمت؟ آ۔ آ۔ نی آسہ۔ نتہ کُس ییہ
یہ ہیوٗر ڈچھ تلہ ژاونس وہ نیدہ!

[ نس چھنے دنج شیریتھ مفوان تہ لرژھل تلیتھ
ڈوٗن ہیوان۔ مگر روٗزیتھ گرژھان تہ لرژھل دارتھ

دِوان تہٕ پہٕرِ کُن بُتھ کرِتھ آلوٗ دِوان ]

تَلا یوٗرٕ تہٕ وٲلو وٲلی! لوٗزان چھکھہ؟ وٲلی وٲلی!

[ تُرُ چھُ بێیہِ وَدُن لاگان تہٕ چنڈٲل چھےٚ اُمِس

دوٚگ دوٚگ دِوان ]

چنڈٲل: کیاہ گوم ایہِ ہےَ اور تراتہٕ وٲہرِتھ ؤ چھان چھُم تہٕ!

[ بہٕرِ نکھہ چھےٚ بیٚنتھِس کالس چنڈٲل نیبراں تہٕ زنانہٕ

نِش واتان۔ ٹوٗکرِ کُن وُچھنہٕ اُچھتن مُرن دِوان ]

چنڈٲل: یَکھےٚ ہیٚیےٚ۔ کرٛیکہٕ یا دکھتھے پیٚٹھ لوگُکھنہٕ؟ یکھےٚ زِ ٹوٗکُرکھ بےٚیہِ زٕ؟

اَہَن سا کیاز نہٕ؟ کرُن کیاہ چھکھہ۔ دِتکھ تھوٕ ہتھ وَتَن پیٹھ

داٲرِتھ۔ جَبرے چھکھہ واتِل کٕنتھ یلہِ تہٕ لکِن اَدہٕ؟

[ زنانہٕ کُن نظر دِوان تہٕ ٹوٗکرِ کُن چھُس گوڈٕ رِچھ

لَٹہِ نظر پیوان ]

یہٕ یَکھےٚ؟

چنڈٲل: ٹوٗکرٕ۔

چنڈٲل: اَتھ منز کیاہ؟ یہٕ کیاہ اَتھ ڈٕجاہ پیٹھ دٲرِتھ؟

چنڈٲل: باہٕ وِچھہ۔

چنڈال : [ ٹوکرِ دٕرِتھ تلِنھ وۄتھ کڈان ] یہ کیہ ؟

چنڈال : شُر

چنڈال : یہ کوٚہ ہُندُے ؟

چنڈال : ذانہٕ بگوان !

چنڈال : [ سوٗنچاہ کرِتھ ] اَچھا گوٚو یہ ڈُلیل اُس. ژٕہ اُپِکھ گوٚو یہ

کھوٚرٕ ژٕ ہتہٕ میٚہ نہٕ بٕیی ! شابَش ہے چھِکھ اَتھہِ لیاقتَس !

چنڈال : دٕ چھِ کیاہ وَنہٕ . کٔتھ تہٕ چھُس نہٕ تگان کرٕنی .

چنڈال : ناے ژٕ ییہ ہے نوّ گژھ . اَکھ کھوٚتہ ٹُہتھ سوٗرُے . پیسہٕ

چھکس چاپٕر کرٕان .

چنڈال : کیاہ کھوٚتہ ٹُہم ؟ کُس چاپٕر کوٚرُم ؟

چنڈال : خاٗر . ییہنہٕ کنہِ گرٕہ نیرِتھ وَنہٕ پیسہٕ پرٕشن نہٕ ماگوٚ حبان ؟

چنڈال : [ زورِ زورِ اَسان ] ۂۂۂ ! بےکل ! چور !

چنڈال : اَمہِ چور تہٕ بےکل نَے آسہٕ ھا . میٚہ روزِ ہنا اَدٕ خبر سہ

پکی پکی . وۄنہٕ یہ گوٚ تہٕ گوٚ جانہٕ . پکی یہ ہنہٕ بٕھون اَندر .

چنڈال : کُس نیہ ہین اَندر ؟

چنڈال : یہ ہے ینٕ گوٚ مرتہٕ بٕنیہ کُس ؟

چنڈاٗل : لکہٕ ہُنٛد شُر۔ نہ چھون نہ میون۔ اَسہِ کَتہِ اوس تنٛیتھ بانے !

چنڈال : بگہ دانَن نہ دینہٕ نۍ باہٕ تہٕ تکلیف ورایی سوٗزنے۔ یکی تُل نی اُمس تہٕ آسہِ بعہ چھِ لجٕ ہرٕ۔

چنڈاٗل : ژٕ وَنان کمہٕ کتھہٕ چھُک ؟ بہٕ کیتھہٕ کُنو نمَن لکہٕ ہُنٛد شُر مَن گژھ۔ خبر بہٕ کُسنٛد آسہِ۔ تھوٗن اُتی ہتھے۔

چنڈال : ھایٔ ری۔ اگر یہ کاگ تسہِ ہُنٛد آسہِ ہے۔ تیٚلہٕ کوٚت ژاوِ ہیس یتھہٕ ورٕ پیپھٕ ؟ ژٕ زان تہٕ یہ گوٚ دوہ ژ سونے اولاد۔ سأنی سنتان۔ [ خوش گژھتھ ] بہٕ رٔچھن۔ پالن۔ وانہٕ ناوَن بجِہ، پییم اکار بکار۔

چنڈاٗل : ژٕسے آسی راے رٔچھنہٕ کرٔتھ بناوِہَن یتہٕ اُکھ چنڈاٗلے

چنڈال : چنڈاٗل ؟

چنڈاٗل : تہٕ چھی برحم۔

چنڈال : ہمتے ہتے کرٔے ووٚن چنڈاٗل بناوون۔ یہہے سوٗن بہٕ باڈشاہ۔

چنڈاٗل : تہٕ دیدوان بناوِہَن۔ ینیا ؟

چنڈال : اہمی نی بناوون [ ڈوکر نکھہٕ گژھتھ شرس کُن وُچھان ]

سے بچھ باسان یہ پالکھہ وانہٕ ناوِ اَسہِ سیٹھاہ لاجہٕ۔ اُہشہٕ

سیتھ ہُرِٕ اَسہِ مانُن[1]۔ اُہنٛدِ سیتھ روزَو اَسی ہر ہمیشہ زِندٕ۔

چنڈال: چنڈالَس کمُو کوٚر اَز نٲتی یِرٛتھ؟

چنڈال: اَسہِ چھِ کٔرِن کانٛہہ یِرٛتھ۔ مگر اُمِس بالکُس کُس وَنِہ چنڈال؟

چنڈال: اَدٕ وَنِہ نَس تختٕ ذاتٕ ہُنٛد برٛہمن؟ سارِی دَپَہ نَس شیٚا چنڈالہ رو چھہٕ واتہ نوو۔ نَہ نَہ۔ بہٕ رٕنٛمَن نہٕ یہِ تٕجور پنُن گرٕ۔ بہٕ کیٛا زِ گرٕ اُمو سُنٛد جیوَن[2] نشِتھ[3] میٲنی کھہٕ چھہٕ رُٔزِن دوہٕ ہیٚے دَزِ وٕنی دٔنی ہِش۔ مگر اُمِس اَنا ہتھس[4] گرٛشتھ نہٕ میانِہ ژٕنگو کانٛہہ دٕہہ کہٕ واتِن۔ گرٛشتھ گرٛشتھ کانٛہہ دِن۔ یہِ چھہٕ اَنا ہتھ۔ سارِی کرٛنَس ہتھیِہ ہتھ۔

چنڈال: وٕچھ ہیٲرِ کو بلاے کیٛاہ وور۔ اُمِس کمی دوٚن اَناتھ۔ اُمِس ہیٚے لاگہ بہٕ اَزِ کرٕ پیٚتھ مول۔ تہٕ تٕہ لاگُس موج۔

[ بٔچہ چھُہ وَدان ]

بہٕ ہیٚے ژٕلنہٕ یہِ۔ بہٕ ہیٚے رٕنٛمَن گرٕ۔ ڈٕینَس تے کَو نہٕ زیٚر وٕچھی یِمس بیچارِس ہیٚے چھےٚ بہٕ چھہٕ لُج ہِش۔ میٚٹھ ہیٚے چھہٕ ژٕہان۔

چنڈال: بہٕ چھہٕ چھس لُج ہِش۔ بہٕ کیٛاہ کرٛس؟ بہٕ کتہ اَنس دودٕ؟ یتِن

---

[1] یِرٛتھ [2] زندگی [3] بوٚرباد [4] یَس نہٕ کانٛہہ مالِک آسِہ۔

ہیعہ چھہ مٔژٕن بٔبٕن کُتہٕ گوٗ دٕہ دِ پٲدٕ؟ [ وٕ چھکھ کُنٕ اَتھہٕ نِوان
تہٕ خوٗشی تہٕ حٲراٲنی ہِشدِس عالمَس منٛز دٕنان ] میانہٕ بٔگوانہٕ!
دِیہ بٕہ چھس پٲپی۔ ژٕ ٹھے سوٗنٕ لکھن مٔٹے یہ حٲری موٗ نٕر بچہ۔ مگر بٕہ
پَنہٕ نیشہٕ وسواسن سٕنٛز ہٕش۔ ژٕ ٹھے بوٗرٕ لتھ مٔٹے یمن ہیعہ چھہ مٔژٕن
بٔبٕن منٛز دٕہ دِپہ سوٗدٕر۔ مٔٹے گوٗ ساٲری ہیے وٕ چھس ژٕران مگر
بٕہ پٲپی تونہٕ دِیان یہ چھُنہٕ ہیون۔
چینڈال : ہٕیے ژٕ تٕکیہ وٕدان ؟ سُہ ٹٕکھٹے دٕہ دِ گٕدٕے ژٕ ٹھے پٲدٕہ؟
چینڈاٲل : [ تسٕ اَتھہٕ ہُورتھ ] بکیٔاہ وٕچھہ۔ بٕہ چھس نہٕ وٕدان۔ اَتھہٕ
وٕنان بگوانہٕ شُنٛد انوگرہ [۱] یہ بالکُ چھُ تٕمُ منٛز مایایہٕ ہُنٛد اکھ
ریپ۔ بٕہ ژٕ ٲوٕن نہٕ یہ!
[ ٹوٗ کرِ نیش ہِہتھ دٕہ یِو اَتھٕو نمسکار کران ]
چینڈال : [ بقعہ دٕہ دٕہ لکھان ] اَتھہٕ منٛز کیٛالی چھُ خبر کیٛاہ ہیرنٕتہٕ کتہٕ
اوسٕے ژٕ ٹھے اَز تانی دٕہ دِ ؟ خبر چھا ژٕ ٹھے پٔزٕ یہ اُمِس منٛز دٕہ دِ
دیٛون ؟ یُتھہٕ نٕے اُمِس کاتھہ پٔگاہ چانہٕ دٕہ دِیج پام دِ یہ؟
چینڈاٲل : [ جلالس منٛز یتھ ] اگر تہٕ سٕیدٕن دٕل چھُ۔ تیٛلہٕ کیٛا زِ سوٗزٕم

۱؎ مہربانی۔

بگوانن ؟

چنڈال : اَدٕ دہہ مأج لاگونعس ۔ کانٛہہ شُدٕر بہ بابہ ۔

چنڈال : تہٕ بنہٕ نہٕ ناہنہ تہٕ ۔ اگر یہ بالک میون چھُہ ۔ تمیٚلہِ چھُس میون
دہہ دِیچوٗن ۔ بہٕ چھُس مأج ۔ مأج چھِنہٕ تمیچہ یا بچہ ذأژ ہنٛزٕ
آسان ۔ سو چھےٚ صرف مأج آسان ۔ صرف اکھ مأج ۔ میانہٕ
وُچھکھ دہہ دِیہ سوٗدٕر چھُہ اَمر تہ ہُک ۔ اَتھ منز چھِنہٕ کانٛہہ بلِن ۔
ماجہ ہنٛدِس دہہ دِس منز کتہٕ گو ذأژ ہنٛد سوال ؟ تکہ چھُہ ہنٛزٕ
رچھنہٕ باپتھ ہو بن ہنٛد دود چاوان ۔ تا بہ حالے بہٕ اِنسان
چھُس ۔ مأج چھُس !

چنڈال : اَدٕ بی چاوُن تمیٚلہِ دود ۔ دُچھی کتہ کُنہٕ چھےٚ وُچھان ۔ زن ہیٚے
پٕاران چھےٚ ۔

چنڈال : یِکھہٕ ژٕ ہمٕ یہٕ اندر ۔ بہٕ تہٕ آیہ سےٚ ۔

[ چنڈال چھُہ ڈوٗکر تلان دہہ اَتھن منز تہٕ شرٕ کُس
کُن دٕچھ دٕچھ وُنان ]

چنڈال : یکو شو شا ، یکو گوبرا ! اِس ۔ تمھِنہٕ وُدُکھ ! میانٛ اشنیٚر چاوی

---

لہ آب حیات ۔

وِنی برٛیتھ دود. تیوٚت دود زِ دوہٕ تہٕ اَندر بَنِکھ بلہ وان!

[ نیران ]

چنڈال : بگوانہٕ! چانٛی مایایہِ چھےٚ پٕزی اَنتہٕ روٚس! ژےٚ کوٚرتھ میون وُجار گٕرٕ آباد۔ دُدوٚنس پیٹھ تھوٚم سبزار میانہٕ موہستایہِ پنٕز لاج تھوٚوتھ! مگر مےٚ چھُ نوتہٕ شک زِ یہ بالک چھینہٕ اَسہ میٛو پہ چھُ بدلے کیٛاہ نانی ذاتھا۔ یوٚتانی نہٕ مےٚ یہ راز ننہٕ بہٕ روزٕ توتانی شکن منٛز یے! بگوانہٕ! حقیقت مےٚ واریاہس کالس اَنہٕ گٹس منٛز تھوٚوکھ! بہٕ گژھہ اوٚہیشہ راز زانِنہٕ!

[ توٚرکرتہٕ لژھل نیٛرتھ چھےٚ نیران۔ تہٕ اَموٚسند یس نیرنس سیٛتی چھُ سٹیج وارہ وارہ تاریک سپدان تہٕ شہنہ تائیچی منٛز چھُ شِشِن مستن بچن ہیٚت شودہ ویتھن کاشِ چھُ پوان سےٚ گوہ ڈنبگےٚ منظر پکرنہٕ ییٚمہ لسہٕ چھانہٕ پُیٛر۔ نہٕ پوان مےٚ گوہ نبگےٚ ننالرِ یتہ مےٚ دِیر تِچھ تیمن نکھہ پاٹھشالا یہ ہیٚتھ گور بچن پرٛونیتھ کیتہ پہتھ گور چھُ دُچھنہٕ اَند پہتھ تہٕ شٕری پرٛونِتھ کنہٕ۔ یانے زِ تِمنٕز تھر چھےٚ سٹیجس کھوٚرکن۔ ]

گورِ یتہٕ بیٚیتہٕ اوس ساریے پونی پونی۔ اَندہ اَندہ اَسرِ یم تھدِ بال۔

تہٕ کوٚہ۔ مٔنز باگ اوس یونی۔ اَکھ بوٚڈ سَر یتھ ستی سَروَنان
اُسہِ۔ اُتھو ستی سَرس مٔنز اوس اَکھ مٔتھ لوٚر جِن رٕ ژان ژیس
زَن پانہٕ مٔنز نیرِتھ اَندرٕ تَھپھ بالَن تہٕ کوٚہَن پیٹھ تیپ کَرن اُمین
تَکَن مار اوس کَران۔ چھیکرس چھےٚ اَسہِ سارِنیے ہِمنٛدیَب کلیان
کٲری کشپ رِیوٚش پلوان۔ تَس چھےٚ وَرِہٕ ژُلہِ نَکھہٕ بالَس گوٗڈکرٲن۔
یونی چھےٚ نیران تہٕ تَس مٔتھ لوٚر دیوجَل اُدھجَو نہٕ چھےٚ مارنہٕ یوان۔

ستیا: گوٗرٕ دیو۔ یتھی زَن کشپ رِیوٚش کلیان کٲری اوس تَس کیا زِنہٕ اَسہِ یِیہِ نِشہٕ بچاوان؟

گور: ستیا۔ تَس چھُ بِییہِ چھُن۔ یِنہٕ وَراے چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ چارٕ تَس اُس راے زٕ تَس موٚکلیوو زٕ تَمہِ پٕراونہٕ نِشہِ۔ مگر تَمہِ سٔنٛدرِ یہٕ بَگرٕ یِیہِ بَگری ہیمہٕ نکھہٕ چھُ وُنہٕ تہٕ دُبارٕ سے۔ بوٚڑ بادتہٕ تباہ حال

ستیا: گوٗرٕ دیو۔ تیتھی کوٚنہٕ چھُ یوان؟

چندر کانتا: ستیا۔ ژٕ چھکھ کیٛاہ چھُکھ توٚتہٕ۔ یُن آسِس تہٕ یِیہِ۔ کانٛسہِ چھُسہٕ مینتھ تھوٚنی؟

گور: [ ٹھوٚد وُٹھتھ ] اَچھا اَز یُت یاٹھ موٚکلیوو۔ تیٚہِ پیٚکو دوٚنی
پٔنٕ پٔنٕ گَرٕ گژھتھ۔

[ساری ژالہٹ چھ دوہ بتھان تہ نیرن میوان۔ شُیاّ چھ چیندر کانتا یہ اتھس تھچ کرِتھ نیبرن میوان مگر گور چھ تمو سِندِس چیکس پیٹھ اَتھ تھوِتھ تس روکان۔ چیندر کانتا تہ چھے ٹھہران۔ باقے ژالہٹ چھ نیران تہ پیٹھ زن صرف تم ترےٚ زنی چھ سٹیجس پیٹھ روزان۔ گور چھ شُیاّ ہس بڑو تھہٹکن پیتہ تس بُتھس دُر نظراہ کران۔ شُیاّ چھ کلہٕ نومراوان۔ ژن تہٕ گورِ یشرن نظرن کھوژان چھُ]

گور: شُیاّ!

شُیاّ: آگیا گوُرو دیو؟

گور: پم کم وِہی؟ یہ کس ریپ؟

شُیاّ: گوُرُو دیو۔ کم وِہی۔ کم ریپ؟ تہی کیاہ چھوِ نان؟ تہند یہ یاہٹ چھنہٕ معاف کری تران گوُرُو دیو۔

گور: [اکھ قدم اوِر یور کڈِتھ] یہ نگہ روزِتہٕ دوہ ہے وُجار۔ یئیتہ پیتہ تہٕ دوہ ہے ٹیپ۔ یئیتہ گرشمن تہٕ دوہ ہے لگہ اَبہ ٹبزی۔ شہ یوگ چھُ آمُت۔ یئیتہ ہنز دیوتا آکاشہ پیٹھ تمبرا پیٹھ وُ پیتہ

پانٕہ نشہط چھ کران۔ معہ نوشن ہُنٛد روٗپ دأرِتھ زگتس

کلیان کران۔ [ بیکبار شُسیاہس کُن بِچھِتھ ] شُسیا! تُمۍ

چھےٚ خبر۔ زِ چھُکھ زانان وول۔ مگر لاگان چھُکھ ازانی۔ خبر

أسِتھ چھُکھ بےٚ خبر لاگان۔ شُسیا! ہم کم وِہی۔ یِکُس ژھلن؟

شُسیا: گوٗرٕ دیو! ژٕ نہٕ گوٚ نہٕ آلو۔

گور: بیچھتھ کر گژھہ آلو شُسیا؟

شُسیا: خبر کر گوٗرٕ دیو۔ خبر کر۔ نہٕ کرِتھ مےٚ پالکہٕ شُنٛدکُس مانہٕ؟

گور: یُہ مأنی راوَن سوٗرُسے زگت۔ یُہ دِمہٕ سأریے چھےٚ شمسارس

پارسے زِ کلیان کأری شُسیا!

شُسیا: [ تسٛ ژھوہ یہٕ کرناوِکہِ انداز ] گوٗرٕ دیو! [ ذرا قرار کرِتھ ]

بس کرِو گوٗرٕ دیو! کنتہٕ مہ کرِو نیر!

گور: [ لَب خنٛد کرِتھ ] شُسیا ژیٛمے چھےٚ کیان۔

شُسیا: سوٗرُسے کیان چھُم گوٗرٕ دیو۔ مےٚ چھےٚ خبر۔ یُہ کیاہ زِ آس تہِ

سمسارس۔ خبر چھُم کیاہ چھُم کرُن۔ مگر گوٗرٕ دیو! وُنہٕ آو نہٕ سُہ

وُنہٕ لگت وادیاہ دوہ۔ خبر کوٗت کال گوٗرٕ دیو!

گور: شُسیا! مےٚ چھےٚ خبر زِ ژےٚ چھُکھ شہ ڈیکہ لوڑ۔ کلیان کأری

رُت کاڑھن وول ۔ بَنہٕ یَب ۔ مگر شیٖلا پتھ کہٕ اَدٕہ ۔ یتھ کَ

شیٖلا : [ جلالس منز بیہتھ ] ییٚلہٕ شہ وَکھ واتہٕ ۔ تعہ یپہ تہٕ ننہٕ

[ یتہٕ بیٚنیہٕ شرلاگِتھ ] گوٚرُ دیو ۔ آگیا دِیو وونی ۔ اَ

ماتا پٔرادان ۔

[ شیٖلا تہٕ چندر کانتا چھ گورس نمسکار کران ۔ گوٚ

چھُ تیمن دوشونٕی تہتھ کنُہ کلہٕ نوٚمراٗوِتھ نمسکارُک

جواب دِوان ۔ زن تہٕ کانہہ دیوتا چھس تہٕ ونھ کنہٕ

تہٕ اَکِہ انٛدٕ چھہ نیران ۔ شیٖلا تہٕ چھُ بیٚنیہٕ انٛدٕ نیرُن

پیوان ۔ مگر چندرکانتا چھس نَرَ ہتھ تھِنان ]

شیٖلا : [ رُکِتھ ] یکھے زٕ ژٔندرہی ۔ ژٔتے مے بوٚزُتھ کینہہ

چندر : نا مےٚ کنہٕ بوٚز ۔ یہٕ چھس ناز ر ۔

شیٖلا : مارہٕ گَیہٕ گنتھ !

چندر : یہٕ کیہو اوٚسے گوٚرُ دیو ونان ؟

شیٖلا : خبر چھمے ۔

چندر : لاگ چور

شیٖلا : نا ۔ تہٕ یمن گورُن چھُ عادتھ کِتھ کران ژٕہ ۔

چندر : اِیِن نوٚوے اوسہٕ مُس ژٕہ تہٕ آنہٕ کرٲنہ۔

شُتیا : آدہٕ کیاہ کرٕہا۔ گوٚڑہٕ دیو مے چھُہ تہٕ۔

چندر : [ روشنہٕ کِہ انداز ] اِیِن گرٛٹہ ہیٚ کرٕنہٕ ژٕتے سیٹھہ کتھہٕ۔

شُتیا : تکیہ نہٕ ژٕنڈری۔ مےٚ تکیہ کوٚڑرےٚ؟

چندر : گرٛٹہ پانس۔ مےٚ سیٹھہ اُزہٕ پاٹھشالاہٕ لیوان۔ تہٕ نہٕ مےٚ
سیٹھہ گنڈان۔

شُتیا : [ اَسان ] گنڈہٕ نکو دوہ تہٕ معہٕ کلن۔

چندر : معہٕ کلن !

شُتیا : پتہٕ پھیری ژٕتے تہٕ تہٕ مےٚ تہٕ۔

چندر : وُچھ لوٚگ ببیہٕ خبر کیاہ اوہٕ یور دِنہٕ نہٕ۔ مےٚ کوناچانہٕ
کتھہٕ فِکرِ ترٲن؟

شُتیا : پانے ترٕسنے فکر بیٚیلہٕ ئِبہٕ گرٛٹہکھ۔

چندر : [ اَسان اَسان چھُس نبلہٕ گرٛٹھان ] اُلاسے یہٕ کیہوٗنانہٕ
دَیان بیٚیلہٕ ئِبہٕ گرٛٹھکھ۔ کانہہ دَپہٕ یہٕ چھُ میانہٕ کھوتہٕ لوٚڈٕے
اگر یہٕ میانہٕ کھوتہٕ لوٚڈٕ آسہے تیٚلہٕ آسہَن نا اُمہٕ میانہٕ کھوتہٕ
زیادٕ پوتھہٕ پرٕمژٕ۔ شاستر ژٕنس تھوٚوی مےٚتہٕ۔ چوٗر کونہٕ ہیوٚ یہٕ شُتیا؟

[ بٮ۪ہِ زورٕ زورٕ اسان ]

شُسیا: [ اسنا کرِتھ ] اچھا ژٕ ندری ژٕ چھکھ بُڈ۔ یہٕ
چھُکھ بیونتاہ اکھ۔ بس؟

چندر: آ۔ وونی گو ٹھیکھ۔ پکھ گرٕ گژھو۔

شُسیا: اوٕ کیاہ ژٕ گژھ گرٕ۔ یہٕ کرنے شراناہ! اسہٕ چھے
آسہ ہے پراران!

چندر: [ حیرانی سان ] کوسا آسی پراران؟

شُسیا: وچھتہ ہے یہٕ بٮ۪ہِ کُس؟

چندر: الٰی۔ وچھتہ یہٕ چھا کانٛسہ پراران؟

شُسیا: کانٛسہ پرارہ تن یا متہٕ پرارہ تن۔ مے چھس پرارن!

چندر: کیاہ نہٕ؟

شُسیا: وونے آکھ دوہہ۔ مگر ازٕ یہٕ۔ از چھُ مے تمتہ شر شران کرن۔
ژھرانتہٕ ژھرانتھ دایہٕ۔ نتہٕ کس ژٕ کس تل ڈیچھ
نس پژگھن۔

چندر: کیاہ چھے پژگھن؟

شُسیا: [ ہوشہ یتھ ] کیاہ چھم کیاہ پژگھن؟

چندر: ہتا ژے ہے اوسکھ وُنی وَنان وینِہ چھُم پرٕژھن؟

شیاؔ: [ حاران گژھتھ ] مےٚ کرٕے وۄن؟

چندر: شابش ہا چھےٚ۔ وۄنی چھکھا اَیزٕ تہٕ وَنان؟ واتو سنہٕ
یگاہ۔ پتھے کنہِ وٕنے گوٚر و دیوس تہٕ کنؠ کرٕہ ناوٚسے موٚلہ۔

شیاؔ: [ اَسان ] ژٕہ پرار یگہ ہس۔ تہٕ کڈٕسے ژٕمے اَزی کنؠ موٚلہ!

چندر: ایہ خبر کُس چھیہس ژٕہ؟

شیاؔ: [ اَسان اَسان تَس کنؠ رٕٹان ] ؤچھ روٚسٹھے ناکنؠ —
کڈٕہ یہ موٚلہ۔

چندر: [ اَسان تہٕ تہٕ کرٕیکہِ تہٕ دِوان ] شیاؔ! تژاوٕ کنؠ۔ بہٕ ہا
گژھے کنہٕ کھٔکہ۔ بہٕ ہا دِمے کرٕیکہ۔

شیاؔ: اَدٕہ دِکھ کرٕیکھ۔

چندر: [ وَدٕہ وِنہٕ ہٹہٕ ] ایہ ایہ [ کرٕیکھ دِتھ ] ماجی!

شیاؔ: [ تَس کنؠ یلہٕ تژاوِتھ ] اَکھ گوٚسے ژٕندرٕمی؟ گیندٕ تس
میہٕ ژھکھ وَدٕہ تَس کھسان۔ تراہہٕ تراہہٕ! اچھی وۄنی ہے
گژھو۔

چندر: گژھ مےٚ چھُنہٕ گژھُن۔

شُیاّ : اَدٕ مَتہٕ گژھتہٕ ۔ بہٕ تہٕ گژھہ پانس شٔران کرنہٕ ۔ ماچہ ہے
وٲنۍ زہ بہٕ پیمس وٕنۍ ۔ یُتھہٕ نۍ سعہ بانبرہ کم ۔

چندر : گژھہ پانۍ وَنس ۔ بہٕ کیاہ نوکر چھُسہٕ چاگنۍ ؟

[ نیرِن میوان ]

شُیاّ : ژٔندری ! وٕچھی وعہ نۍ کیاہ گوَ ؟

چندر : اَدٕ کیازِ لوٗمُتھہٕ مثےکنس ؟

شُیاّ : مِیے یَگاہ بیبلہٕ مثے سیتی کھانڈ کرٕ نۍ ۔ بہٕ آسے چوب
تہٕ دِوان !

چندر : اَمنۍ ژٕ آسہ کھاسےچوب تہٕ دِوان ؟

شُیاّ : اَہنی اَدٕ کیاہ چھُسے وَنان ۔

چندر : ژٔمے کیتھا پیٖمی وعہ نِدٕ ؟

شُیاّ : وعہ نِدٕ چھنۍ پیمہٕ نہٕ ۔ ڈَچھہ بیبلہٕ ژٕ جیرٕ اَتہٕ ہاُم ۔ اَدٕ کیثھ
چارٕ چھُم ۔

[ چندر کانتا چھےٗ زود زود آسان تہٕ شُیاّ ہس
ٹھک لاگِتھہٕ ژٔلان ۔ شُیاّ چھہٕ تس کُن لولہٕ چشمو وُچھان
تہٕ تمہٕ پتہٕ کمن تانۍ سوچن منٛز گژھان ۔ آب وَسہٕ نکھہ

ہیوٚ شور چھُ وۄتلان۔ سُشیٖلا چھِ بے قرار گژھِتھ
دوٚرِتھ تہٕ پوٚتھی یِتھ دِوان دٲرِتھ ]

سُشیٖلا: ژٕنٛدری! چون یہ اُمٕن روزِ تہٕ واریاہس کالس موجود۔ چون تہٕ لول چھُ مےٚ لٔتہٕ مۄہ تھجہِ کٔرِتھن۔ بہٕ چھس مجبور۔ مےٚ تانی چھنہٕ کہِنی ژٕنٛدری۔ [ پوٚرِ حلالہٕ سان ] یہ چھےٚ تمیٚ سٕنٛز نٔژھا! دٔیِن یہ رٕژھت زون۔ تی شیٚپدٕ۔ مگر باقیٚر مہِ۔ وینہٕ آونہٕ وُگھ مےٚ چھےٚ وینِو پیتہ قوبوٗل کرٕنی۔ یتھ دیشس آبٲدی کرٕنی سعٕ کھیٖم تہٕ شانتی ہینز دِوسے وُزِہ نادِنی۔ مےٚ چھےٚ خبر زِ سمسارس رُت کانٛچھن وول سُشیٖلا روزِ پانہٕ ہمیشہ کرِتھن تہٕ تس روزِ واریاہس کالس ریٛدِ[۱] دِیان تہٕ دِوان۔ مگر مےٚ تانی چھُ کیشاہ۔ کرٕن وول چھُ پانہٕ دٔے۔ یہ تمیٚ رٕژھت زون۔ تی کٔرِن۔ تمیٚ کُس کرِہ اُدلا بدلی؟

[ گاش چھُ وارِہ وارِہ ہمان تہٕ کینہہ کال گژھتھ
چھُ سٹیج پوٚرِ پاٹھی گوٚٹ گژھان۔ اَمہِ پتہٕ چھُ دوبارِہ گاش
یِوان۔ سٹیجک منٛز بُم پرٕدٕہ چھُ ہیوٚمت۔ تہٕ تَرِ نِھپہِ مس

---

۱ دِل۔

سٹیجس منز چھُ سۄنتر دھار وٕہہ دیتہٕ رۄزِتھ اکِس وِنگہٕ کُن
وُچھان تہٕ آسان۔ تَمۍ شَنٛدٕ نیم رشیہ چھُ تماشہٕ گژھان کُن ]

سۄنتر دھار : ہتھنہ راتک بالک ! دوہہ دِشہٕ ! یوٗہے گریم پژھ کتھ
دیتِس پتہٕ چھینہٕ پژھ کتھ بڈین وِدوانن تہٕ تنگان کرنہٕ۔ وُچھ
وٕنان کیاہ اوس۔ دیتھ کرن قوبو۔ دیش کرن آباد۔ سعہ دِکِھ
تہٕ شاعٕنتی ہیتھ وۄدے وزناوٕ۔ ہتا گژھو گژھو مأجہ آسی
پٔرادان۔ گژھ کھٔے پانس بتہٕ خالاہ۔ تہٕ پرٔ پاٹھ۔ ہتا چاریا!
ییتہٕ تہٕ کمو کمو وانہٕ دیتھ قوبو ہیس منز آنتھ ہیچھِس۔ تہٕ کھو
کرِ کھہ ؟ ییتہٕ گو چون راز ہونتی ورمن۔ شہ بچور تانی پیٚرہ
آنت۔ حیانی چھینہ کیتھے۔ ہتھنہ!

[ یلہِ وٕنان وٕنان چھُ تمی وِنگہٕ کنہ نیران۔ ییتھ کُن
شہ وِچھان اوس۔ اُمہِ سیٚندِس نیرنس سیتی چھُ منزِم
پردہ وٕہہ تھان تہٕ آکھ لٔرہ ہُنٛد آنگن چھُ نظر گژھان
آنگنس چھُ لیوِتھ دِیتھ۔ ییٚنٛد آل تہٕ بیالکھ اکھ زنانہ
چھےٚ آنگنس منز بیہتھ کیاہ تانہ سیٚتھ ژاران بٹھیا

---

سہ عالمن۔

چھُچھ اَندر اَژان تہٕ دمہ شہٕ نی زٕمین نمسکار کران تا

چنڈال : رٕمہ رٕینشُن آسے .

زنانہٕ : چُشمن تَاش تہٕ کوہ شُین موش .

شیاّ : [ پوٗشمہ تہٕ دوٗج اوٗکسطرف نٕضاوِتھ ماجہ نالہٕ متہٕ رٕٹِتھ
اندازٕ ] ماجی !

چنڈال : [ نَس کُٹ وُچھنے ] کیا بازٕ ؟

شیاّ : مے کُن وُچھی .

چنڈال : آہما بیٚیہ اَلہٕ نہٕ تہٕ ڈلہٕ نہٕ ۔ سا سیہ لٔکھ وٗو نیمے یہ ما آس کرا ۔

شیاّ : کیاٗ ز کرہ نہٕ ماجی ؟

چنڈال : یتہٕ یَہا پھیری ۔

شیاّ : کیاٗ زٕ پھیرہ ہم ؟

چنڈال : خبر کِمہ دمہ یتہ ژٔلہٕ ہُم دٕ کہٕ دِتھ ۔

شیاّ : نہٕ بٔنیا ! ہرگاہ مے گژھن تہٕ آسہ کُن ۔ چانہٕ آگیا ؛ مٔرا ئمے
گژھہ یتہٕ زاتھ ۔ زٕ ہے ماجہ چھم ۔

چنڈال : اَہن بانتہ چھا وٗنٕ ۔ تَسلہٕ چِھیہ ۂتھ میونے بونہٕ نہٕ ۔
یتو شند دمہٕ ما چِھیہ ۂتھ ؟

شسیا : اَدٕ وِنہٕ کُسہِ ژیر گوٚو ؟ دٕپِکھ ہیٚے بہٕ چھُسہٕ وِنہٕ تہٕ چیون دوٚنہٕ ؟

چنڈال : [ اَسان اَسان ] وُچھ مشد چھان تہٕ ما چھُہٕ !

شسیا : اَہنی ژٕ ہیٚے چھکھ مےٚ دوہ ہیٚے وَنان تہٕ پَتہٕ چھُسے پانہٕ ہیے

تکال گژھان ۔ مےٚ وَننہٕ اَخر بہٕ کَرٕ یتیاہ ؟

چنڈال : کرُن کیہو چھُسے ۔ تِہِ لیکھتھ چھُسے وِدوان بنن ۔ یِمہ

نگرٕ کی ساریٚ شہرٕ کیہو بڈٕ تیرہٕ ناونی ۔ وِدوان بناونی ۔

شسیا : [ ماچہ نِشہ دوٗر پَہَن گژھتھ ] ماجی !

چنڈال : [ اَہنشِن اَمہ حرکژ سِیتو ماران گژھتھ تھۄد دوہقان ]

شسیا !

شسیا : [ بُٹھہ پتہٕ نِس رِپِس منز بیٹھ ] ماجی ! یہ ژندرکیٔ بی کرہ

مےٚ سیرس فاش ۔

چنڈال : [ دوٗرہ نازٕ کِنہٕ کھوٗژی وُچھان ] شسیا !

چونِتھ دَہو ! کیہو سیر ؟ ژیہ مےٚ اَکی لَٹہٕ چھُسے دو نِمت نہٕ

یِمہ وولہٕ دولہٕ کتھہٕ نا اَگِزہ کران ۔ بگوانہٕ سِتندپاسہٕ آستا

مےٚ سِیتو سیرٕ کتھہٕ کران ۔ مےٚ ہیٚے چھُسے کُنہ وِزہ واہ گژھان

وُسِتھہٕ تہٕ سوچان چھُس ژِ ماتہٕ مَلکھ مےٚ دَکہٕ دِتھ ۔

شُیا : [ تَس نِش گژھتھ تہٕ تمِیُک سِنٛدِس بُتھِس دٕٹھ وٕنی
اَتھہ لاگِتھ ] تہٕ بنِیا ذانہِ ماگِجی !
[ اَتھِ منٛز چھِے چنٛدرکانتا اَژان۔ تہٕ کُنہِ بٔکہ نا دلاگان ]
چنٛدر : اَلاّسے ماچہ گوٚبُر ! ماچہ گوٚبُر ! بیٚیِہ کٔنٛہ وَنیٛ گوٚر رٕودِلیوٚ مس !
شُیا : [ تَس نِش یِتھ ] تِکِسے وَنہٕ ہاٗس ؟
چنٛدر : وَنس شُیا اوس ماچہ معہ زٕ کرٛان۔
شُیا : اَدٕ تی زٕنی تُو تہٕ کیٛاہ گوٚو ؟
چنٛدر : ساٗری شٔہرِک تُلِہ نےٚ ماوَس تہٕ وَنہٕ نےٚ ماچہ گوٚبُر۔ ماچہ گوٚبُر۔
چنٛدٕاَل : [ چنٛدرکانتا یہٕ نِش یِتھ ] ژٕ نٛدری۔ ژٕ تِسے چھُے نےٚ کُنہ
وِزِ پنٕنی مول ماہ تہٕ مُشتی کرٛان ؟
چنٛدر : اَدِ کرِہم نا۔ تہٕ چھُس لوہ کٕٹ۔ شُیا چھُہ بوٚت بوٗڈ !
چنٛدٕاَل : یہٕ چھِے بوٗڈ ؟
چنٛدر : اَدٕ کیٛاہ۔ یوٗہے اوس وَنان اَدیہ بہٕ چھُس بوٗڈ۔
[ تکلیٖف بِچھو کِتھہ کھارن تہٕ نٔرِ نِژ معہ حرکت اَیِسس
دِنہٕ خاطرٕ ٹھُکلاوان۔ اَتھہ بیٚھٕ چھہ ساٗری اَسان
تہٕ چنٛدرکانتا چھِے وَنان ]

چندر : شوبا ! وَنہٕ یہِ ماتاجی یہِ گوٚرٕ دیو کیاہ اوسُے وَنان ؟

شوبا : [ کھوٚژِتھ ] ماجی - وٕچھان چھکھے یہِ کِتھ کٕنۍ چھےٚ متھے
جیرِہٕ آنان . ٹھاوس تُلان .

چندر : آلاے پوٚز وَنُن گوٚو ژٕ ٹھاوس تُلتھ ؟ ماتاجی گوٚرُ دیو ییلے
اوسُس وَنان .

شوبا : [ نس ٹھاک کران کران ] ژٕنٛدری ! ژٕھعہ یہِ یہے !
[ چندر کانتا چھےٚ وٕنۍ گرا چنٛڈالہٕ کٕنۍ وُچھان
تہٕ گرا شوبا ہس کُن . زنانہٕ چھےٚ سبزی ژٲرنس منز لیٚت
زن تہٕ یِمن ہٕنٛد وُجودٕ نِشہ بےخبر - چنٛڈال
چھےٚ چندر کانتایہ بروٚنٛہہ کُن یِوان - تہٕ کینژھا
ژٕکِہ تہٕ کینژھا چلالہِ سان تس پزٕژھان ]

چنٛڈال : ژٕنٛدری - ژٕکھے اوسُس وَنان ؟

چندر : [ کھوٚژِتھ ] نا ے ماتاجی ! یہے لایَم یژہٕ -

چنٛڈال : [ زبردستی رعب کرِتھ ] تہٕ تراونی یہِ ! تہٕ وَنی مے کیاہ
اوسُس وَنان ؟ وَنی !

[ شوبا چھُ دوٚنی کلہٕ لعبہٕ کُن تراوِتھ اکس طرفس کُن

وۄڈیٚ روزان۔ چندر کانتایہ چھُریہ وُچھتھ
کینژھا چھیران تہٕ کینژھا چھ بانبرِتھ ہش
چنڈالہِ وُنان ]

چندر : ونان ہےٚ اوسُس۔ ژےٚ چھُکھہ شہ کلیان کاٗری رُت کانچھَن وول۔

چنڈاٗل : بنٛیہ؟

چندر : بنٛیہ کیاہ تانی بَنتھ بَب۔

چنڈاٗل : [ دوبہٕ بسان ] بکہٕ واس وُنان۔ تسَ تہٕ پنڈِتہٕ تسَ کَنہٕ گیہ
آکاش واٗنی ؟ ٲلہِ کرہم ییمِس کاٗڈِہ خرَاب۔ ہرگاہ شہ بنٛیہ
اُمِس سِیتھ پتھ کیتہٕ کرَ۔ بہٕ دیہٕ شُیاہس پاٹھِشالا پیہ
گرِتھ نیٚ ! او !

شُیا : [ بنٛیہ آکہ لَٹہٕ شُرہ لاٗزی سان ] ماجی۔ بہٕ ہےٚ گژھے وۄنہ
شُران کرُنہٕ۔

چنڈاٗل : نانا۔ اَز زَن گوٚرُ تھہٕ شُران۔

چندر : کیٛاز کرہِ نہٕ ؟ اُمِس آسہِ ناسعہ ژاران۔

شُیا : شُندری اِتھلے نِگوانہٕ سِیتھ پاسہ کرَتہٕ وۄنی ژھعہ بہٕ !

چنڈاٗل : [ شکتہٕ منٛز لوٗ دِتھ ] کعہ سا آسی ژاران ؟ پیہ کیہو مَنزٕ ؟

مےٚ کونا فِکرِ ترآن اٰخر ژےٚ کرُن کیاہ پھِے، کوِٚسا آسی پژاران۔ ؤنان کونا چھکھ؟

چندر: اُمِس ہِیے آسی ویہتھ پژاران! ویہتھ!

چنڈاٗل: [ووٚہ بھٹ کڈان] کیاہ ویہتھ؟ سٚتیا!

سٚتیا: [کھوٚژِ بتھ] ہےٚ زِ ماٗجی؟

چنڈاٗل: سٚتیا۔ بیٚلہِ پہمےٚ مٚتہٕ وَر اٗسی کرٕنی۔ تیٚلہِ کیاہ زٕ سوزو کھ مےٚ دٕبِن؟ بیٚپہِ کاٗتسہِ ۂند گرٕہ گژھا۔

سٚتیا: ماٗجی دٕبِن اوسُے ژٕے بانہٕ زونمتھ۔

چنڈاٗل: [بیٚپہِ ووٚہ بھٹ ہش کڈان] کیاہ؟

سٚتیا: [شرلاگان] ماٗجی۔ یہٕ ہیٚے گرشٕھے شران کرٕنہٕ ووٚنی۔

چنڈاٗل: نہ بانہ یا۔ ہیٚلی کرٕہ ہاٗم کاتھہ واٗرِ دالھا۔

سٚتیا: نامے ماٗجی۔ ژٕہ چھےٚ بر غمَ۔ یہٕ ہےٚ کرٕہ۔ تٔمِس نکھےٚ شران۔

چنڈاٗل: نا نا۔ زَن نہٕ مےٚ خبر چھم۔ ژٕہ ما نیرٕکھ ژھانہٕ۔

سٚتیا: اَدٕہ توتہٕ کیاہ گو؟ اَکہ اٗندٕہ وَسَس بیٚپہِ اٗندٕہ کھسَس۔ یہٕ چھےٚ تس کھوژان؟

چنڈاٗل: نہ باکنہٕ۔ سوٚے چھےٚ ژٕے کھوژان۔

چندر : ماتاجی۔ یہ چھے اوس وَنان۔ یُہ چھُس وُنیتھ چندرس زِٕکس
تَل بیہتھ تَس پرٛژھان۔ بی چھا جان؟

زنانہٕ : [ کلہٕ تھوٚد تُلِتھ نے] ہیے ژٔندری ژٕ کیاہ بی چھکھ پانس
رٕکژھ چھیٚٹ کیتھ تانی۔ ماج تہٕ آسہٕ پتھے کُنہٕ وِدِہ ناداں
تُلئے ژھعہ یہٕ کر۔ وولے یوٚری مے کری یہ سیٚتھن ژارنس
اَکھتہٕ رٕوٹ۔

[ چندر کانتا چھےٚ کُنی دۄہ تَس نیش گژھان
بیہوان تہٕ سیٚتھن ژارُن ہیوان۔ چنڈال چھہٕ
شیاہس نکھہٕ پتھ تَس پانس کُن پھیران]

چنڈال : شیاّ! ژٕ تے یہ کیٛژھا کرُن چھے۔ تہٕ تتۄ مے وُنیتھ
یُتھ نہٕ پتہٕ آسہ دہ یوٚمنز کانہہ آکھ اَ یچھناوِ۔ کریتھ
نہٕ آرہ منزہ کرِہ۔

شیاّ : مےٚ بکیہ چھےٚ کرُن؟ ژٕ سے ہے اُسکھ وَنان۔ مےٚ چھےٚ
پڑھتھ لیکھتھ ودوان بنُن۔ تہٕ پتمہ نگرٕک ساری شُرِ
رِکھو بڈی ودوان بناوِنی۔

چنڈال : مےٚ ونیو وتی۔ دَیہ ژٕ نے وۄنتھ ناتتھ درجواب زِہرگاہ

نی آسہ ہی کرٕن۔ دٕ چھہٕ شیّا۔ بہٕ چھُسے ماجہ۔ بہٕ یِرٕ پھر پژنے
ٹھٕر روزُن۔ دٕ بچہ یہ کرٕن چھُہ تہٕ دٕن سٕے برٕو نیتھ۔

شیّا: ماجی! تمبلہٕ ونہٕ بہٕ آدہ؟

چندٕ لال: [ بڈٕ احتیاط سان کاغذ غارٕ موسوٗلی کنہ لوٗنہٕ باپتھ ]
دٕن!

شیّا: مے پیہ چھُہ تشران کرٕن۔

[ ..لی دٕنان دٕنان چھُہ کُنی دٕوِ ژلان۔ چندٕ لال
چھُہ رٗوزِتھ گژھان۔ زٕن تہٕ دٕلیمو۔ اَمہ پتہٕ چھُہ
اُمس تیتھس پیٹھ جلال دٕے پان تہٕ پہ چھُسے
پانسے سیتو دنان ]

چندٕ لال: نتہٕ چھنا مے خبر ژٕ چھکھ نہٕ اکس بٔیس شُرس ہیو
سمسار چہ ہٕ تحلیہ کرنہ نہٕ ژٕ سٕے زاقہ تہٕ جشہ۔ ژٕ چھکھ وییتہ
تُہند وسیہ وُن لوٗنی۔ بتھنہٕ کانہہ ٹھٕرِ روزِتھ ہیکہٕ۔ مگر یتھس
کالس پیٹہ رٕ پھوکم۔ تیتھس کالس متہٕ کرنہٕ ژٕ بہٕ مرٕز۔ سیتو
تیکھ نہٕ۔ اُتھن پیٹھ متہٕ کھستہٕ۔

[ چندر کانتانہٕ زنانہ چھُہ سبزی ہیتھ اندر اژان

تہٕ بیٹھِتھ چھُہ وارٕ وارٕ گوٗٹ گرٕھان۔ کیٛنژھہٕ برٕنژِ گژھِتھ چھِہ بیٛٹھِتھ بَتہٕ وارٕ وارٕ نِکاشان تہٕ اکھ سیٛتۄ سادٕ منظر چھُ بوزنہٕ یِوان۔ وۄرین پیٛٹھ ین گوڈٕن نِکھ چھِہ جوان شیٛانہٕ جوان چندر کانتا بہِتھ۔ شیٛا چھُ کلہٕ نۄمرأوِتھ۔ تہٕ چندر کانتا چھس لولہٕ بٕ چشمو وُچھان]

چندر : کمہٕ گرٕ تہٕ چھیوٕ کأمتھ؟

شیٛا : [ تھوٗد وۄتھتھ] کھیٛنہٕ نیٚ۔ کمہٕ گرٕ تہٕ گوباژھس گرٕھن؟

چندر : شابٲش چھُوٕ۔ گرٕ تہٕ ہیٚکہٕ کأمتھ چھیوٕ۔ بیٛچھِتھ چھیوٕ نان۔ کھیٛنہٕ۔

شیٛا : ژٕندری۔ بہٕ اوسس چانہٕ ماتایہ نِشہ سوچان۔

چندر : [ تھوٗد گرٕھان وۄتھِتھ] سأمی!

شیٛا : اصِمی ژٕندری۔ یتیٛہِ نیٚہ ہیٛے۔ جون ماتا مال ماگرِدھ ہیٛے آبہٕ برٕنژ۔ چانٕی ماتا ماگرِدھ ہیٛے آبہٕ برٕنژ۔ چانہٕ ماتا مانگ کام ماگرِدھ ہیٛے وُچھارٕ۔ ژٕندری۔ یتیٛہِ ستہٕ ضار چھ ہاتھلہٕ نہ سینے تالی آسہٕ ہٕن۔ بٕ ۔۔۔۔ بٕ۔

چندر : اَتھ کیاہ کرِ کانٛہہ۔ یُپ چھُ ہمیشہ پوان۔ کانٛہہ چھُنہٕ کینٛہہ
ہیکان کٔرتھ۔ سوٗنٛے کینٛہہ چھہ آبہٕ سُبزِ گٔژھان۔ نِژ لکھ
زُوہ لرزہٕ ژٕلان۔ دۄڈرَت تہٕ بالنٛ کھَسان۔ اَتھ کیاہ کرِ زِ
یہٕ گژھہ دَیہٕ بیٛنٛز ژٔھا !

شُیاّ : ہرگاہ یہٕ تٔیِنٛز۔ بَژھا چھےٚ۔ تیٚلہ کیاّزِ چھس دَے وَنان؟

چندر : یتھ کیاہ چھُ یہٕ اَدہٕ ؟ اَتھ چھنا کانٛہہ وتھا۔ کانٛہہ یلاجا ؟

شُیاّ : وَتھ کیاّزِ چھنہٕ۔ یلاج کیاّزِ چھنہٕ۔ دَپھ۔

چندر : دَپھ کیاہ ؟

شُیاّ : یوٗتانی یہٕ وٕیتھ جاۓ ژھٕ کنٛڈِ دِیہٕ یِیہٕ۔ تیوٗتانی اَندہٕ یہٕ کینٛہہ !
کینٛہہ تہٕ نہٕ !

چندر : شہ کُس اَکھاہ کٔرِ زِین۔ یُس یہٕ اَنزراوِ ؟ تیتھ چھا کانٛہہ وٕتھمُت ؟

شُیاّ : [ چندر کانتا یہٕ کُن نولہٕ چشمو نظر کٔرِتھ ] دوٚ وٕتھمُت اوسنا۔
دَپھ جاۓ نس یتھ یادِ نَس کیاہ کرِہ ؟ جاۓ نس یتھ مارِ مُتس
کیاہ کرِہ ؟ [ تَس تِتھ دوٗرِ یتھ گژھتھ ] ماجہ ہیٚنزِ ممتا یہٕ کیاہ
کرِہ ؟ [ بیٚیہٕ تَس نِشہ یتھ یوٗسے بیہِ تحرٔیی سان ] اَژندرِ
ہرگاہ یہٕ کُن آسہ ہا۔ یہٕ کرِہ ہا یہٕ کام۔

چندر: ژرا؟ ژرِ۔؟

سُتیا: آ. بۄ. بۄ کرَہ ہا یہ کام. مےٚ نش چھُ کیان.

چندر: [ کھوژِتھ ] پۄتہٕ کیاہ چھکھ اَدٕ سوچان؟

سُتیا: یُتھے اوت ژٕ گرٕ ہیے ڈراس چانِس یاونس کیاہ بنہِ.

ماتاجی ہِنٛدِس بجرس کیاہ کرٕ؟

چندر: سُتیا!

سُتیا: [ تس ہنٛگی نٕ ژھٕتھ ] کھوژمے ژندرس. بۄ نے ژٕلہِ!

چندر: ژٕ ژٕ کھۄ. مےٚ کس ژرا کھ؟ مےٚ کُس چھُ یِتھ سمارُس

منز ژئے ورائے؟

[ چندر کانتا یہ ہِنٛدِس اَکہ مکالمس منز ے چھ

چنڈال اَکہ انٛدٕ انٛدر اژان. سہٕ چھےٚ وونی بڈیمر

مگر تیشر نہٕ ییہے اَڈٕ ورِیش باگہ بٕرژ زناناہ. چنڈال

چھےٚ سُتیاہس تہٕ چندر کانتایہ باس دِنہٕ ورائی نا]

چنڈال: ہتایہ ہا اوسے گوٗرِ دیوژھاران. تہُند کھوران بیٹھِتھ نِس؟

گرٕ چھُو نا؟

سُتیا: [ نس نِش دوی گرژھتھ ] ماجی. کوٗتے گوٗ گوٗرو دیو؟

